# تارن گٔری

(کأشِر شعرِ سۆمبرن...طنزیہ)



ظریف احمد ظریف

| | | |
|---|---|---|
| کتابہِ ہُنْد ناو | : | تارن گری |
| نوعیت | : | شأعری |
| شأعر | : | ظریف احمد ظریفؔ |
| سائز | : | 23x36/16 |
| صفہٕ | : | 116 |
| سالِ اشاعت | : | 2012ء |
| کمپیوٹر کتابت | : | TFCسنٹر، مدینہ چوک گاؤ کدل سرینگر #2473818 |
| قیمتھ | : | 200 روپیہ |
| طباعت | : | الحیات پرنٹوگرافرس سرینگر9419525103 |


Ph: 0194-2429073,Cell: 8803980092

ای میل:

zareefahmadzareef@ gmail.com

نأشر

اُویس پبلی کیشنز

پادشاہی درواز، مخدوم صأب سُری نگر

# یَس لگہِ تَس لگہِ سرکاری

ظریف صأب چھِ سانہِ کشیرِ ہندی ناماوارتہٕ معتبر طنز نگار۔ یِہُنز شاعری وَیہِ تسی یَس سُنْد دِل دِگوژ یوٗمُت آسہِ۔ نتہٕ چھُ پزر یہِ زِعیش پرستن ہندِس ذوقِ سماعتس باسن یِہندی شعر ناگوار، تکیا زِیمن چھُ ضمیرن خراش دِنک گوٚب تأثیر۔

بہٕ چھُس نہٕ کانْہہ نقاد، نہٕ کانْہہ بوٚڈ قلم کار، بوٗزی تو محض اکھ آوارہ قسمُک حقیر انسانا، یُس زیادٕ ذمہ دارتہِ چھُنہٕ۔ لُکن نِش متہٕ بوزتو میأنی غأبت، بہٕ چھُس پانے یقرار کران زِ بہٕ چھُس نہٕ کانْہہ جان اِنسانا۔ یتھ کیاہ ذیزِ میأنس ٹاٹھِس ظریف صأبس چھُ مے متعلق حُسن ظون توے تہِ گرکھ میٚے یہِ فرمائش زِمیانہِ یتھ کتابہِ پیٹھ لیکھو کینْہہ حرف۔ بہٕ چھُس کُنہِ وِزِ یمنے نِش یِہندی شعر بوزان۔ میٚہ چھُ وُبوُدرووتھان، وُتارِ یوان۔ بہٕ چھُس پزی پأٹھی یِہند یو کینْژِ و شعرو نژنو وُمت۔ میانِن جذبن چھِ دِنن لگِمژٕ۔ یِہُند کلامہٕ چھُ میانہِ زانہٕ مظلومن ہنٛز

آواز۔ یہِ چھنہٕ نعرٕ بأزی نہ بلکہ تمہِ تتہٕ ریوک اظہار یُس دگوتہٕ
دادیو یہنٛدِ دلہِ پیٹھ وو تلیو مُت چھُ ۔ یمن تہِ چھُ میأنی پأٹھی
پھُہان ۔ یم یہِ وُچھان چھِ تتھ پیٹھ چھنہٕ بے غأرتن ہنٛدی
پأٹھی أچھ ٹُوان بلکہ چھِ تمن تجربن دِلکس تو ندٕرس منٛز تأوِتھ
وُہونین لفظن منٛزٕنی کڈان ۔ یہے گیہِ فن کارٕ سنٛز فن کأری ، أتھی
چھِ ونان کمال تہٕ ہنر ۔ ظریف صأب چھِ پنُن خداداد فن زیو کِنی
زیادٕ خرچان ، سُے چھُ وجہ زِ یہنٛد کلامہٕ پرِنچ تشنگی چھے ژھوکان
ہش ۔ اگر یم اتھ مالس انٛدر رقناعتس کأم ہیہن ، یہنٛد کلام بنہِ
تمہِ وِز لامثال تہٕ لاثأنی ییلہِ کشیرِ پرن والین پأدٕ کرِ ۔ بظأہر
چھُ باسان زِ یمو چھُ لفظن ہنٛدٕ بن پر بزلوٕنبن لعلن کاغذس پیٹھ
ترٛوٗپ دِیتُمت مگر نکھٕ گرٛھتھ چھُ یمن لفظن اندر تیو نگلن ہُنٛد
جوش تہِ ، یُس سون پتھ کالُک مرد قلندر رُسی مو تے پھکِس پیٹھ
ژألتھ ہیکہِ ۔ یہنٛدس کلامس اندر چھُ تصوف چہِ ووپھٕ تہِ
درپنٛٹھی گرٛھان تہٕ فلسفن ہُنٛد سنبر تہِ ۔ تتھ چھُ میانہِ زانہٕ وجہِ یِی
زِ یمن چھُ یمن دونوی رنگن ستی مناسبت روٗزمٕژ ۔
قسم ہأوتھ چھُسو ونان زِ یُس ظریف صأبن پننہٕ أکِس وسیع

نظمہِ منز تارن گری ہُند قافیہ ورتو وُمت چھُ ، یہِ چھُ سُہ پزرتۂ سو حقیقت ، زِ یس اتھ پیٹھ شبہہ آسہِ ، مےٚ باسان سُے چھُ تارن گوٚر!

ظریف صأب یمو تجروبو گُذرێمِتی چھِ تِم تجربہ ہیکو کھ نہٕ صرف تِمنٕے اُوت ہٕستی خاص کٔرتھ بلکہ چھِ یِم سأنی تجربٕہ تہِ۔ وونی گوٚ ویُسے حساس ذہن آسہِ سُہ چھُ واقعی یمو تارن گریوٕستی برگٕہ یتھ پٔنٕز زار کأنسہِ نہٕ بلکہ ہارِ ونان! ونہِ گس سنایێیہ! ونہِ ہا مےٚ ، بہٕ تہِ اکھ تارن گوٚرُے۔ توے وُچھون تہی کُنہ کُنہِ ظریف صأب جانا وارنٕے ہٕستی پٔنن حالِ زار باوان۔ تکیازِ سُہ چھُ وُچھان وقتک آدم زاد چھُ اِنسانس زاگہِ ! اکھ زُو چھُ بێیس زُوس پیٚاول بیارِہندی پأٹھی زن تہِ پوتس ژھینہٕ زاگان۔

اُوزُردِ ڈل للہٕ وان بُسر
پمپوش لگی سبکلبن اندر
شاٹھن پھوٚلن کتہِ جافری
تارن گری تارن گری

یہِ میٚیے پیٹھ کنہِ لیوکھ یہِ چھُ ظریف صأبنہِ تارن گری نظمہِ

ہُنٛد اکھ بند۔ میانِۍ کٔنہٕ اگر ظریف صأب بس یوٗ ہے اکھ شعر لیکھہ ہن یہِ اوس تِمن ووستادن تہٕ معیأری شاعرن منٛز اِستادٕ روزنس کأفی جواب۔

"پمپوش لگی سیکلبن اندر" چھُ اکھ سُہ زبردس اظہار یُس اُمِس شاعرٕ سِنٛدِ أندرمہِ وُہونہِ آور بنہ ہُنٛد پےٚ چھُ دِوان۔

شاعرس چھُ باسان زِلوٚکھ چھِ اکھأ رکس کُن أچھی پھِری پھِری وُچھان زِ کانٛہہ اکھ تہِ چھنا یُس تھٔزن دگن تہٕ ترِس زبو دِتھ یہِ باوِ ہے زِ اسہِ ستی کیاہ چھُ سپدان تہٕ اَسہِ کیاہ کیاہ چھُ گُدران۔ فلأحی کامبن کارن ہنٛدِ بہانہ بنأوِتھ رکتھٕ کٔنہٕ چھِ ذاتی غرضکی وسیلہ بناونہٕ یوان۔ بڈٕ بن بڈٕ بن داوہن اندر رکتھٕ کٔنہٕ چھہٕ جعلسازی ہنٛز دٔلیل چھُپاونہٕ یوان۔ اِنسان رکتھٕ کٔنہٕ چھُ انسانس زاگہِ روٗزِتھ تِسنٛدس زُووس پٔننین خأہشاتن ہُنٛد لقمہ بناونس پتہٕ لگتھ۔

شاعری چھہٕ عام پأٹھی تجربن ہنٛزِ تخلیقی آگہی زاننہٕ یوان، یوسہِ وزنس تہٕ قأفین اندر پابند گٔرتھ لفظوٕ ستی ورتاونہٕ ییہِ۔ مگر میانِۍ ذاتھ چھنہٕ یمن شرطن ہنٛز پابند روٗزِتھ تہٕ ییلہِ ییلہِ تہِ

مےٚ شعروون، یہٕ رٕوٗدس تِتھٕن خیالن ہُنٛد قآیلے۔ میٚے نِش چھِ تِتھی ہی شرط تہٕ پابندی محض مجبوری، تہٕ تخلیق کاریا قلم کاریا شاعرتِہ گوٚژھ نہٕ میأنی کنہٕ یژھو مجبوریو باپتھ پننہٕ رنبہٕ وٕنی خیال تکہ بأزی بناوٕنی۔ میٚے نِش اگر تِتھٕن شرطن پابند روٗزِتھ یوسہ محض اکھ مجبوری بنان چھےٚ، اگر کانٛسہِ شاعرس جان شعرتِہ چھُ بنان، سُہ چھُنہٕ میأنی کنہٕ تسُنٛد اصل خیال آسان یُس سُہ پزٕی پأٹھی باون یژھان آسہِ، بلکہ چھ یہِ محض یہے ''لاٹری'' ہِش زِ ذہنس اندر شرطن ہنٛدی خیال تیوتھ کانٛہہ جان شعر بنُن۔

شاعری چھِ کینٛہہ لوٗکھ کریٹو Creative، تخلیقی تہٕ اِموٹو Emotive جذباتی معیارن پیٹھ تہِ بأگران یا مینان۔ اگر میٚے نِش یِم اَکے ضربکی تھرتہٕ بُتھ، فن برائے فن چھُنہٕ میٚہ نِش کانٛہہ موٗلُل چیز اہتیٚس کالس نہٕ یہِ کنہٕ مقصدس تہٕ مطلبس تأبیا آسہِ۔ اگرنہٕ کانٛہہ نثر یا نظم کُنہِ خاص مقصدُک ترجمان آسہِ، تہِ چھُ تیٚلہِ ذہنی عیاشی تہٕ بیٚیہِ نہٕ کینٛہہ، یہ چھُس یہٕ وِزِ وِزِ ونان روٗدمُت۔

شاعری چھےٚ اکھ واریاہ پرٔانی صِنف تہٕ وقتس ستی ستی چھےٚ

اتھ منز انقلأبی تبدیلی آمژ۔ کانٛہہ شعر چھُ کُنہٕ وِزِ بوزن وأٔلس منز سُہ انقلاب پأدٕ کران زِتس چھُ تمن عالمن کُن دزسہٕ لگان یِم نہٕ لفظن منز وٕپِتھ ہیکن۔

ظریف صأب چھِ حالاتو، واقاتوتہٕ وأری داتو اکھ پیدأیشی شأعر۔ یَس بہٕ انقلأبی نوعیتُک تہِ ونہٕ۔ یِہندِ بو شعروٕ ستیٚ چھِ ضمیرس تمہِ کرتلہِ ہنٛدی ٹاس پوان، یتھ احساس کہ پھہر واو ٕستیٚ سوتیٚہہ چھٔے آمژ زِ رٕنچ ژادرتہٕ ہکہِ اتھ پٹھ بیوٚن بیوٚن گرٕشھتھ۔

نذیر جہانگیر
ابوالخیر

# بۆزی تو جنابو

''تارن گری'' چھُ میانٮ۪ن کیٛنژن طنز و مزحکیٚن منظو ماتن ہنٛز اکھ موختصر سۆمبرن، یتھ اند رامی مزاز چہ نظمہٕ، غزلہٕ، ٹُکھ، ژاکھ بیٚیہِ کینٛہہ کاشرِ گرتچہ رباعیہ تہِ شامل چھَ۔ یہِ سۆمبرن تہِ گرٛتھ قلمی ذمہٕ دارٕ ری محسوس کرتھ واریاہ بروٗنٹھ کتابی صورتس اندر بروٗنہہ کُن آمژ آسنٕ۔ پۆز میون سماجی تہٕ وراثتی آوریرن اندر پھسُن روٗد میانس تخلیقی سفرس وِزِ وِزِ ٹھرِ یوان یمہِ سببہٕ تہِ سورُے میانِسے یوت اِظہارس تام محدوٗد اوس سپُدمُت۔ از تام یێلہِ یێلہِ تہِ بہٕ کُنہِ ادبی، سماجی، تعلیمی تہِ مِلی مجلسن تہٕ تقریبن اندر پننٮ۪ن یمن طنزیہِ تہٕ سنجید منظو ماتن پھیٖر اوُسس دِوان، امہِ پتہٕ آسی میانی تم بوزن والی ادیب، دانشور، سخن فہم دوس تہٕ رفیق یہِ کلامہٕ کتابی صورتس اند ررٕژھراونہٕ باپتھ میہ پرٛتھ رنگہٕ پننہِ شفقت تہٕ رفاقت آیتن تھاونہٕ باپتھ آمادٕ تہٕ بے قرار آسان، خاردپان چھنا تاولگی تھے

چھُ چھاویوان۔ خبرتی ملسپُد تہٕ ''وننگ مانہٕ زانن یم سنن وأ لی یِیٚ''۔

زیرِ نظر یتھ سوٚمبرنہٕ اندر یہٕ کینژٕ ھامیہ اَمہٕ آیہ تہٕ مزاژک کلامہٕ بدست آوتہٕ تی کوٚرُم کمپیوٹرس حوالہٕ، پوٚز اَچھ ژأرتہٕ ترتیت دنہٕ باپتھ چھِ أکِس لِکھأرس پنٕنی کانٛہہ مخلص، معتبر ادیب تہٕ شأعر دوس کلامس ترتیب تہٕ ژأر کرتھ شوٚبدار بناونس اندر پلزان تہٕ ژٕ ستھ دِتھ وُچھان زِ تھنٛز سوٚمبرنہٕ منٛز کیاہ پزٕ تھاوُن تہٕ کیاہ پزٕ ترٛاوُن، میانہٕ خیالہٕ چھُ نتہٕ تخلیق کارس نِش تہنٛد پرٛتھ کانٛہہ فن پارٕ موزوٗن تہٕ معتبرٕ ے آسان۔ نتہٕ چھےٚ سوزان تمنے صاحبن آسان یمن ادبی بولہٕ اندر نقاد تہٕ تنقید نگار چھِ ونان۔ یم اِدٕ پننہٕ پننہٕ زانہٕ قلمکارٕ سنٛد ین تخلیقاتن چھٕتی کرٕہنی ژأرتھ تمِس ستی پنٕن خوش کرٕوُن یا کھرٕوُن آمُن تہٕ چھِ چکاوان۔

وومید تھاوٕ زِ یہٕ میأنی منظوم سوٚمبرن ''تارن گری'' زانن پرن وأ لی میانہٕ زمانہٕ کین پرٛتھ رنگہٕ کین حالات تہٕ واقعن ہنٛزِ گُدرن پھُٹجہٕ گنڈ مُژرنچہ تمہٕ ذمہٕ دأری ہنٛز کوٗشش یوسہٕ میہ فکرِ پننہٕ گرِ پیٹھےمٹہٕ چھِ ہیژٕمژ۔

ظریف احمد ظریف

# انتساب

پننِن تِمن سارِنے سخنور تہٕ سخن فہم یارن، دوستن، رفیقن، شفیقن تہٕ زأنی کارن ہٕنٛدِ ناوٕ یِمو وِزِ وِزِمیانِن نثری تہٕ منظوم فٕری یأدی اَچھرن گن تھوتِھ میٚہ حوصلہٕ دِیُت تہٕ بێیہٕ یہٕ سورُے کلامہٕ أکِس سوٚمبرنہِ انٛدر شایع کرنہٕ باپتھ پننہِ پننہِ طرفہٕ میٚہ پُرخلوص مشورٕ تہٕ شفقت آیہِ تن تھأو۔

ظریفؔ احمد ظریف



سآری بہتھ کارِے نہٕ کاتھہ
وآری نہٕ کُنہِ ژٕ تہِ سن تہٕ زاتھہ
بے کار سآری آوٕری
تارن گٕری تارن گٕری



# تارن گٲری

کن تھاو بوزکھ خوش کری
تارن گٲری تارن گٲری
کاشُر چھُ پأرِم مِسترٛی[1]
تارن گٲری تارن گٲری

شہری تہٕ گأمی ہوشہِ ڈٲلی
ہۆم وٕتھی شہر یم گام ژٲلی
کاون سپُد رنگہٕ کوتری
تارن گٲری تارن گٲری

موزٕوٗر بالن پٮ۪ٹھ کھسان
أرِ ذٕرِ چھِ نمبلن منٛز پھسان
رانٹس چھِ وٕچھتھ شاہ پٔرِی
تارن گٔری تارن گٔری

سُلہٕ راتہٕ کٔے سُلطانِ دم
ڈوٗلہِ موٗت گومُت پیٛتھ کوٗت گٔیم
کُرسی مےٚ نٔی نَم لوٗٹرِی
تارن گٔری تارن گٔری

اَسمان ہوٗم کھٔتِ کنٛیاہ لبن
وو کھلِی پکُن اَسہِ دوٗپ ببن
نوٗژ پانہٕ پیٛٹھی ہیٛلہِ کاپٹرِی۲
تارن گٔری تارن گٔری

کھێیہٕ بأزی یارو ٹڈ گرٕتھ
شُپہِ نولہٕ ہوٗکھ پوٚٹ پھِرتھ
پانس دِیتھُکھ بێیہٕ رنگ چٕری
تارن گرٕی تارن گرٕی

تعلیم کاآزاہ تھٕز پرکھ
دَپ وق پُنن ضایع کرَکھ
پوٚت برٕ چھےٚ فرٕنٛچ اینٹری
تارن گرٕی تارن گرٕی

ہیٚرِ اوس یُس پاتال ووتھ
ِکتھٕ کنٕز زمین اَسمان کھوٚت
مرلس ترٛے لچھ دِتی مونجہِ گرٕی
تارن گرٕی تارن گرٕی

نر ماد کاسان بُمہٕ تہٕ مَس
جنگل رِچھِنہٕ وونہٕ چٹُر چھےٚ کس
از کالہِ بروٚنٹھہ کالس پھٔری
تارن گٔری تارن گٔری

وولرس ووَوان از دانہِ لُکھ
آنچار ڈل سُہ تہِ بأگرُکھ
وٕتھ پورنس کوٚر ہل شری
تارن گٔری تارن گٔری

جنگل چھِ لوٹان رأچھ در
افسر ڈٔکھِس چھِکھ پارٹَر
کاٹھس تہٕ باٹھس چھاپہِ رِی
تارن گٔری تارن گٔری

ہَتھ ہُتھی چھِ أزی کِس آدمس
ستھ گوجہِ کجہِ أمی بادمس
زانان چھُ تِژھ جوٗدو گٲری
تارن گٲری تارن گٲری

یُس لوٚگ نہٕ کُنہِ سُے جرنلسٹ[۳]
پرٛژھ تس سپہل مسٹر تہٕ مِس
پریس کارڈ نیریس لاٹری
تارن گٲری تارن گٲری

یَم أسی ہوٚم یَم تَم چھِ از
میٹر چلاوِتھ کھیٚوکھ گز
ڈل لوٗنچہِ گوٚنڈمُت چاپری[۴]
تارن گٲری تارن گٲری

ألفس تھوٕکھ پٹھٕ گنہٕ زبر
ب پھیرِ ٕستی پوٗ ٕکھ پتھر
ت ، تاوٕنس لوگٕھ گری
تارن گٲری تارن گٲری

مُتوٕلی مشیدن رشوٕ خوٚر
بائگی بنگٲری چھِی بے اثر
مندورِ منٛز گُس حق سری
تارن گٲری تارن گٲری

بارو دِوان ژوچہِ ووٚر تہٕ ژوٚٹ
کانٛدرٕ تندٗرس ڈیونگ ووٚٹ
میادس مژر ٹُل بیکری
تارن گٲری تارن گٲری

پُڑ ناو پڑھ ، مُتٕ بأتھ گبو
ڈرِ یاو چیتھ ہوٗچھ تھاو زبو
بر بنک تہٕ ٹرنک ہاوٗکھ ژھرِ
تارن گأرِ تارن گأرِ

کڈ لون بنکس کُن نہٕ دَو
علیَس ولی تھاوٗن رِگرو
مسجد چھےٚ ہاوٕنی فیکٹری
تارن گأرِ تارن گأرِ

سأری بہتھ کارے نہٕ کاثہہ
وأری نہٕ گُنہٕ ژٕ تہٕ سن تہٕ زاثہہ
بے کار سأری آوٕری
تارن گأرِ تارن گأرِ

گرٚ ھ وُچھتہٕ پیٛاوِل ہسپتال ۵

موتھٕے دِوان زوٗنک سوال

لل دبد پیٖمٕژ تتہِ بستری

تارن گرٔی تارن گرٔی

پۆت پھیوٗر اڑٕ وتہِ قآفلے

کینٛہہ ژٔلی ژھلے کینٛہہ گٔے نلے

واوس طُفانس ما ڈٔری

تارن گرٔی تارن گرٔی

لیڈر تہٕ ٹرویش مولوی

پانس تہٕ بێیہِ پنہٕ نٮ۪ن رِکتی

غمخوار قوٗمکۍ دم ژٔھری

تارن گرٔی تارن گرٔی

بلغمی چھےٚ نگری سائٔنی رِکرٕشھ
پنٕنہٕ نبن نہٕ ووپرن گرٕشھ تہٕ پرٕژھ
زرٕ روٚس چھِ زانان زرٕگرٔی
تارن گرٔی تارن گرٔی

ریشٕو وارِ انٔدٕ وٕنٔد فان گوٚو
اِنسان ماژُک ہربسہِ کھیٚو
ریشٕو مأنی صأبنی دوہہٕ دٔری
تارن گرٔی تارن گرٔی

جنسی سیکنڈل[٦] ہوووِہم
بس یکہٕ رجوٗل پووہم
کانٛژُ کوتیے ژٕلمتی ژٔری
تارن گرٔی تارن گرٔی

پیٛوو شیٖن یڑکائلی گوٚو قہر
محشر سپُد اکھ اکھ پہر
حائکم گھری اَسی آوِری
تارن گٲری تارن گٲری

نِی گاڑی ژوٗرو غاٚب گٔے
پُلِس اَسی دِنی پونٛسہٕ پے
ہُتہٕ بنٛد کرِکھ بیٚتہٕ گٔے بٔری
تارن گٲری تارن گٲری

کٲمی تام ہڑتال کال دِژ
پرٛژھ کر کٕمِس کٲمی کیٛازِ رِکژھ
دوہہٕ ژومبرٕ ہفتس رَے گٔری
تارن گٲری تارن گٲری

شاہ توسہٕ شتھرو نیٛو وُٹھ
قالینہ وگوِس کھوٚر رٕٹھ
نیٛو شال تھپہِ امرتسری
تارن گرٕی تارن گرٕی

پُچ گوٚر کانڈُر اینڈ کو
ٹیچر تہٕ ڈاکٹر آل سو
تاجر تہٕ افسر منتری
تارن گرٕی تارن گرٕی

دانشتہٕ مولہٕ وان زٕو قلم
پرٛتھ ڈیڈِ تل دارِتھ ہلم
عامس تہٕ خامس شرٛوکی پرٕی
تارن گرٕی تارن گرٕی

بٹہٕ بوے پھرٕٹہٕ ستی ژوٗل نبر
کٲمۍ چھگھ دِژس کیٛاہ چھَم خبر
کتھ سوے چھِ گیہٕ کاٗتیاہ ؤری
تارن گٔری تارن گٔری

کر نبتھرا بٔڈ گاٗڑی اَن
بازر لُٹاٗوِتھ سیٹھ بن
گیٖٹس چھِ تھاوُن سنتری
تارن گٔری تارن گٔری

بٔڈی حاکمن گٔری ٹھٔری وتن
لوکٹن تھپن پپٹھ کم پرٕژھن
کھیٛو بابہٕ ڈٕنمب أکی مستری
تارن گٔری تارن گٔری

اکہٕ نمتہٕ ئمُ دِیُت میٹرک
گریجویٹ ہاۓون سرفہٕ ٹِک ^8^
ووستو تہٕ تسٕ دِژ افسری
تارن گٲری تارن گٲری

یِژ کالہٕ پیٹھ وُچھ دوکھ تہٕ غم
فائرنگ ، تلاشی چھک تہٕ بم
خوگر سپدی اتھ ابتری
تارن گٲری تارن گٲری

ئدی خانہٕ بٲستی موتھ پھوٚر
مولوٗم نا مولوٗم کوٚر
تِم رائچھدر وانس پھٔری
تارن گٲری تارن گٲری

اتھ وایہِ نے ڈل کڑاس کر
ژھانٹل پھٹن ترٛشھ پوٚتی پرَ
عاشق تہِ ژ ےٚ گرٛشھِ جل پٲری
تارن گٲری تارن گٲری

بارو دِوان یَم ہوٚس کھوٚن
فاقن چھِ میوٚنڈ تھپھ دِتھ نِون
کاکن تگان ترٛشھ ایکٹری
تارن گٲری تارن گٲری

گُلۍ لاگی باغس بے ثمر
مسوٚ وُچھ نہٕ لاجکھ بێیہِ تبر
دوہ کانٛسی گٲری راوٕ ری وٕری
تارن گٲری تارن گٲری

زأہد چھُ وأحد ہیتھ نژان
کثرت چھُ گُنبرس منز شروپان
شینخو تہٕ وقتکی بُت گری
تارن گأری تارن گأری

چھکرأوی وقتکی واولنز
بٹھی بٹھی پکِتھ رئِٹی آولنز
ژھانٹل تہٕ ما تارس ترٕی
تارن گأری تارن گأری

روُوم نہٕ کیاہ کیاہ گوم ژھل
کُس شینہٕ مالیُن أنہٕ ڈل
شہجار نیوٕنم لوٗٹری
تارن گأری تارن گأری

بیگم اگر چکرس نِہن
زاۓنتھ تہِ لُکھ ژَرژنہِ بیٚہن
کوٚت ییٚنۍ گرٕھن کتہِ کیٛاہ کری
تارن گرۍ تارن گرۍ

گس ونہٕ بہٕ دگہِ رۄس دود چھُم
کوٚرمُت یہِ پننوٕ جود چھُم
نالان چھُس یی گرِ گری
تارن گرۍ تارن گرۍ

گٕڈٕ کورِ بُتھی پھِری گیٚیے خراب
پُژنِتھ نِوان لۄکی شباب
سوٗنتے ہرُد پاوان تھری
تارن گرۍ تارن گرۍ

نیتھر خوجو کۆر دژوگ تہٕ سخ
لاچار عاجز کیاہ ونبھ
ژَ تٕچھی وُہری شُری انہری
تارن گری تارن گری

کورٕن چھِ وأرِوی گوڈٕ پرٕژھان
نوش کور کتہِ سروِس کران
کیاہ گریڈ چھُس رِکرٕشھ نوکری
تارن گرٕی تارن گری

آٹو رلاوان مادِ نَر
تخلاق نبتھٕ نوٚن تتھٕی اندر
اظہر تہٕ روٗحمت مظہری
تارن گرٕی تارن گری

گٹہٕ کورِ موبایِل ہٮ۪تھ نژان
سمکھُن سمن بل طے کران
گنٛڈ رۄس گٲمۍ آوارٕ گی
تارن گٲری تارن گٲری

خوتونہٕ شاپنگ ییٚلہِ کران
ییٚتِس یہِ دِنۍ بیگس بران
پُرسان کانٛہہ چھُنہٕ بازری
تارن گٲری تارن گٲری

ماجبن ونان شُری مام[1] اَز
جی جی تہٕ سِی سی نام حض
بٮ۪ٚنہِ ٹاٹھیٚ ننٛبگلاوی سِسٹری[11]
تارن گٲری تارن گٲری

لہرو و پتھ کالُک یہِ اوس
دُشمن بہٕ پانس خود بنیوس
ڈٔنی مےٚ أسم سروری
تارن گٔری تارن گری

گن ترو و یا کھیوو گٔنز توجم
پانٕے ؤوم یوسہِ سوی أنجم
ستھ پیرِ پتھ گٔیہِ چھانگری
تارن گٔری تارن گری

انگریزی زبِ کۆر ریڈ[12] حض
مائِلس أکِس گۆو ڈیڈ[13] حض
پأرِم ووزُم رؤٹ کأشری
تارن گٔری تارن گری

مقتل بنوُوم گلشنس
چھُم بیم ژامُت شہہ ہسَبنس
سوٗرگس نرگ کوٚر خونری
تارن گرٕی تارن گرٕی

اُوزُرِدٕ ڈل للہٕ وان بُسر
پمپوش لگٕی سبکلبن انٛدر
شاٹھن پھوٚلن کتہِ جافری
تارن گرٕی تارن گرٕی

کتھ وٕنی ظریفن زبو ژٕٹِتھ
جِگرس انٛدر چھُس وہہ کھٕٹِتھ
وانگج بنیومُت چھُس گری
تارن گرٕی تارن گرٕی

# گرٛاو

متہِ تُلتم زخمن کرٛائلی متیو
سُلہِ نیٛتھر کوٗرنم مائلی متیو
ڈولی دستار کوٗرہم نائلی متیو
سُلہِ نیٛتھر کوٗرنم مائلی متیو

نائنی یار آم تمہِ وِزِ گُٹوال زن
تھچھ گرٕہم دُوپھم مہراز بن
قاد گرچھنس دِژہم ڈائلی متیو
سُلہِ نیٛتھر کوٗرنم مائلی متیو

جائٕ یارو وُوہم میٚے گوٚب بوز
زن تمہِ وِزِ کاڈٕن نٹ[۱۴] گاٗم لُوز[۱۵]
متہٕ انتن خوش کیتھ سائٕلی متیو
سُلہِ نیتھٕر کوٚرنم مائٕلی متیو

یٚیلہِ اَز لیے ناٗلی گرٕشہِ پٕٹھ ہانکل
گُنہِ اَستانہٕ ژلہِ کتہِ یرٕشہ گانگل
گٕٹہٕ درویش گوٚپھِ بیٚہہِ ترائٕلی متیو
سُلہِ نیتھٕر کوٚرنم مائٕلی متیو

شوٗبہٕ نیتھٕر آسہِ یُس خوش گُذران
نتہٕ شِٹھنس ستہِ دوہ لاوی ارمان
بنہِ پاٗکاٗری کنہِ الہٕ کاٗلی متیو
سُلہِ نیتھٕر کوٚرنم مائٕلی متیو

یِ گُدران تی چھُس توٚہہِ باوان
یُڈ کالس اوٗسس بہٕ تہِ راوان
کتھ پنہٕ وِزِ گرِ مے تہِ ٹاٹھی متیو
سُلہِ نیتھر کوٚرنم مائی متیو



# وآراگ

داستانہٕ بوز مَسہ ، پۆز چھُس ونان
میٚیے آشنِز چھِ کاڈیو ورآیی لسان
لوکٹیی چھتیوس لتس ہٕ نصیحتھ کران
میٚیے آشنِز چھِ کاڈیو ورآیی لسان

مشورہ ونیومس تمی کر تہٕ بوز
وِٕ نا سو پننٕے کران تورِٕ روز
لتس نہٕ سآرِٕژ کتھ چھَ مۆلیے شرِٕپان
میٚیے آشنِز چھِ کاڈیو ورآیی لسان

بہٕ ونہٕ ہانہٕ توہہِ نِش وۆپر ماچھُ کانٛہہ
پیٚترٕی ما تہٕ چھُو دِیو پام زانٛہہ
پلاٹون[16] گری چھم پڈٕر چھُس تچھان
میٚے آشنِ چھِ کاڈیو ورأیی لسان

ونیومس تلِی اَسی گُل تارِ بوز
زٔٹو کتھ وَں امہِ اور دِتِن نوز نوز
زٕجم دۆل دِتھ ووٚنی بہٕ کوٚل چھُس گرشہان
میٚے آشنِ چھِ کاڈیو ورأیی لسان

گُرتھ پوٚز اپُز وُمرِ زِینتھ ییہِ آس
کران تتھ گیم کیاہ، میٚے کوٚرمس نہٕ کراس
صُبح شام دانس چھِ ریٚہہ شولہِ وان
میٚے آشنِ چھِ کاڈیو ورأیی لسان

ژھوٹان کالہِ پگھی میٚے حض وونی چھَ جاے
پچھی کوکرِ حض اَئی مےٚ کوکرس تہِ پڑاے
گجم تیرِ پوتبن دوہے پھاہ دِوان
میٚے آشنہٕ چھِ کاڈیو ورآیی لسان

اَژُن گرِ میٚے بوزِو ونوِ کیٚاز ہیم
وُپھتھ گرِ میٚے نیران چھُ فٹ بال ٹیم
بنان بال ییے چھُس کِئن چھم گِندان
میٚے آشنہٕ چھِ کاڈیو ورآیی لسان

مشالاہ ظریفن ونی وارِ بوز
یہِ چھُم دوس اکھ یُتھ دِوان نوز نوز
یٕمُس ضایہِ وق گوٚو سُہ سخ چھُے تروشان
میٚے آشنہٕ چھِ کاڈیو ورآیی لسان

# بِداد

سره یِ سپدُم چھوٖ بوزان
اَرِ آس کرِہ کیٚاہ گرِ اٚنٛزران
توٚہہِ نِش ڈالی چھُس گُذراوان
اَرِ آس کرِہ کیٚاہ گرِ اٚنٛزران

ینہٕ آس زنمس تنہٕ گوم رَیے
کُن ما ووتُس خبری چھَے
زِی کتھِ بوزَم سیُن یا ویے
ہُمہِ ٹُل ترُم مےٚ تہِ تُج نَے
کم اکم باٚتھ گیوی زانان دَے
سنہٕ اکھ گوٚو میٚہ تہِ کنہٕ ژاران
اَرِ آس کرِہ کیٚاہ گرِ اٚنٛزران

ژٕ تہِ چھُکھ گاٹُل ژٕ تہِ کر کتھ
بڑبم بڑبم چاۓ کی گس راوٕر وَتھ
پانس آیم پننِی لتھ
پچھ گۄو تنٕہ ینہٕ روٗم رٔتھ
پرٕ پیے ساسَس کاہ وَیے شتھ
أچھ وٕٹھی چھُس مُچھ ننٛگلان
ارٕ آس کرٕہ کیٛاہ گرٕ أنٛزران

ہُم کھٔتی اَسمان اَسہِ دۄپ پین
آوٕر اَسہِ روز وِزِ وِزِ کھۄن
عالم بدلیوو گر گۄو ظوٗن
اَسہِ گر رٕژِ کتھِ زانٛہہ تھوو گن
گاٹس تن دِژ نفھس ژھبن
سوچس کوچس منٛز دیُت دَل

وٕتھرس ٹکھ دِتھ رٕژھرٕو نل

حبس ما آو ییٚلہِ وأجِکھ ٹھٕول

راتس ژٕژی پیٚیہِ صُبحس زٕول

فوطس دیُت اَسہِ موٚختُک موٚل

دوہ گوٚو نیرتھ توٚہہ دوغہ وان

اَرِ آس کرِہ کیٛاہ گرِ أنٛزران

آباد سُے اکھ آدم گوٚو

سُلہِ گرِ سورنین یُس ییتہِ پھوٚو

سوکھ شیہلِتھ تٕمی بتہِ میوٚنڈ کھوٚ

کینٛژو ووزمولی داما چوٚ

بختاوارو بروٚنٛہہ نِی دَو

وق نیرتھ کینٛہہ نٕخ ژھاران

اَرِ آس کرِہ کیٛاہ گرِ أنٛزران

پھوٚبہٕ کیٛاہ گوٚبہ گوٚبہٕ سَبہٕ ہوران
اَرٕ آس کرٕہ کیٛاہ گرٕ أنٛزران

دانا موہنیوٚ پٔکی نا بروٛنٹھ
آنند چھُکھ دوٚہہٕ نیران شوٛنٹھ
نادانو دوٚپ وٕقتٕچ ٹھوٛنٹھ
بُرٕزلی وق گوٚو تِمنی ووٛنٹھ
کلہٕ دأدِس یِم لاگن شوٛنٹھ
ٔلبی بیگ پانس کھٔلران چوٛنٹھ
اَنٕدِ کیٛاہ جتٕدِ تلہٕ پوٚنٕدِ ترٛاوان
اَرٕ آس کرٕہ کیٛاہ گرٕ أنٛزران



# وُبوُدر

وقتُک مژر کوتاہ ذرو

کیٚاہ کیٚاہ سپُد کیٚاہ کیٚاہ سرو

ہبنہٕ آے پرٛتھ رنگہٕ کیٚاہ کرو

کیٚاہ کیٚاہ سپُد کیٚاہ کیٚاہ سرو

بازرٕ پیوٚن بڈٕ حبس کرُن

مولوٗم چھے کیٚاہ کیٚاہ ذرُن

یمہِ تارٕہ تارَن چھے ترُن

ییٚتِس یہِ دنی ٹھیلس برُن

وِجہ واوٕ ما سونتے ہرو

کیٚاہ کیٚاہ سپُد کیٚاہ کیٚاہ سرو

تیٚمی کوٚر اتُر لتس کٔمی تہِ پرٛژُھ

تھپلو تھپن کوٚر ناو وُژھ

پڑتھ دیگہِ ہُنٛد لتس چونچہِ گوٚژھ
ٹھوٚلہِ آو داندس دولہٕ ووژھ
پُژنے یہِ پڑھ کتھ پیٹھ کرو
کیٛاہ کیٛاہ سپُد کیٛاہ کیٛاہ سرو

دوہہٕ دِش چھُ اخبارن چھپان
گُس کتہِ چھُ تھپ تھوٚس دِتھ ژلان
پتہٕ گس چھُ تمہِ ستی دنٛد الان
ہیٛرمبن بوٗنم گس کوٚیے لگان
دِوٕ کاو مسکینن دِگان
کمہِ تارٕ یتھ سٔدرس ترو
کیٛاہ کیٛاہ سپُد کیٛاہ کیٛاہ سرو

عالم بدل گوٚو کوٗت بروٗنٹھ
میٛے کیٛازِ ڈبکہٕ لأنس چھِ ٹھونٹھ

بُرزٕلی وقت کوٚر پانٕہ ووٚنٹھ

أنی پأنی پانس پانٕہ ٹھونٹھ

اُدھار ےٚا دیُت بے وایہِ چوٚنٹھ

چھونہِ موچھِ چندن کأژاہ برو

کیٚاہ کیٚاہ سپُد کیٚاہ کیٚاہ سرو

پَرنأوی تھٔز تألیم شُری

ونٕہ وان أسِکھ لولہٕ ہُری

پتہٕ آے وقتکی ووکھٕ کھُری

دٕو دورِ بروٚنہہ گٔیہِ نقلہِ گُری

تھپہ نیٚو علم تام جٔڑ گریو

کیٚاہ کیٚاہ سپُد کیٚاہ کیٚاہ سرو

سڑکن بنأوٕمتی کوچہِ چھِکھ

مٔژ سڑکہِ تیٚمی یوٚژھ ترأو رِکھ

تھپلو چھتل نِتھ ترأو ٹِکھ

کتھ کتھ ژٕ وِنتم واٹھ دِکھ

گس نِش کمیٹک فریاد نِکھ

پرٛژھِ غاأر ہُنٛد کر سنٛز کرو

کیٛاہ کیٛاہ سپُد کیٛاہ کیٛاہ سرو

تبدیل گٔیہِ سیکالو جی [18]

مند چھتھ دپان چھُم زالو جی [19]

ساأری چھِ ژھانڈان مال جی

اَن پَر دگان چھُم تال جی

ٹیگر چھُ وتھُک شال جی

تھُرِ خاب ووِنی کر کرال جی

ایجاد گٔیہِ تھپٹال [20] جی

کتھ کِتی ووٗں کم فلسفہٕ پرو

کیٛاہ کیٛاہ سپُد کیٛاہ کیٛاہ سرو

# کھۆش کھوُر

کتھ وٕنی میٚہ زاٗنی کارن
توہہِ وَنہٕ تہِ مثر اِشارن
وٕڈی اٗنٹھ اعتِبارن
کیٚاہ کرِ بیان دیکھو

کُس تام پتہٕ میٚہ لاران
کاتہہ چھُم نہٕ فکرِ تاران
ووپرَن اَٹس بہٕ کھاران
چھُس دولہٕ پان دیکھو

ٹیوٹر[۲۱] علم چھُ مولہٕ وان
لوٗٹر چھُ گوٗنٛشہِ گِلہٕ وان
ہیٹر چھُ پان ڈولوان
لُہر آوی دان دیکھو

ٹھانٛٹھُر سٕتھر چھُ دونان
کانٛٹُل چھُ توسہٕ وونان
ژٕلی طوطہٕ گٕلی چھِ بولان
آرُم چھُ چھان دیکھو

انجلی دِوان چھَ ایگزام
منجھلی بنان چھِ بی کام
کرنجلی چھِ پوٗنز ساران
تی چھُس وُچھان دیکھو

ہلکاۍ ری وق چھُ گومُت
سرکاۍ ری خوفتہٕ پیومُت
درباۍ ری دام چیومُت
نشہٕ مےٚ کھسان دیکھو

پرٕوارِ سوٚی چھَ زاٲمژ
کھُری ناو ووکھٕ آٲمژ
بامن چھَ ہرٕد دزٲمژ
نوو چھُس زٕوان دیکھو

سروس سینزر مےٚ ڈولُم
پھرٕبستس کُدام کھولُم
وقتس مِزاز ڈولم
ووٚنی چھُس دٔیان دیکھو

لۆت گۆب اگر اَچھُر گۆو
بێیے پترٕ میے پھٕرم زبو
شیرس کۆرُم کنس منو
دِل چھُم دزان دیکھو

باز ری دپان بے کأری
طوطس ژٕ ونتہٕ ہأری
الہٕ غأنچی ییٖ یأری
کِتھٕ کٕنٛز بنان دیکھو

ئمیٖ ئمیٖ میٚہ یار لووگُم
تٔمی صُبح و شام زوگُم
کٔمی دأدی کوٹھ لوگُم
کیٛا چھُم بنان دیکھو

انہِ رن چھُ گاش کھوٚژمُت

چھونٛزن چھُ تھان ژوٚژمُت

کُنزن چھُ وان ووٚژمُت

روٗوُس ٹھِکانہٕ دیکھو

الہِ چونٹھ یَس چھُ ژوٚژمُت

تٕمی سوٗنتہٕ ہرُر وٚژمُت

پرٛزرُک سبق چھُ موٚٹھمُت

گلہِ زٕبو گرٛٹھان دیکھو

بارو دِوان چھُ بڈشاہ

ڈل میون ترٛیشہِ ہوٚت چھا

نُنٛدِ ریٚش تہِ ژزٲرٕ دژاوا

نارٕکہِ بہانہٕ دیکھو

وانگج بنیٲے وطن دار
ٔدوَن بنیٲے گُلزار
بُلبُل گٔمتۍ گِرفتار
گُلشن دٔیان دیکھو

جوٗٹ گوٚو تہٕ بادشاہ گوٚو
گوٚلرن وُپھِتھ وولر چھو
کیٛاہ کیٛاہ ونے تہِ سپدیو
ژٕے تہِ چھُے عیان دیکھو

شاعر ظریفؔ وَنہِ کیٛاہ
گٔری تن کلامہٕ کوتاہ
حاکم چھِ أسی أمِس کیٛاہ
اَسہِ کیٛاہ چھونان دیکھو



# گرٛاو

شہمتھ آیہِ ماجی زاس
ہٲنٛہٕ آس میٚہ نہٕ راہ
یور یِتھ کیٚاہ لوٚبُم لاس
ہٲنٛہٕ آس میٚہ نہٕ راہ

وق چھُ گُمت کُڈر سخ
اکھ چھُ دِوان بٔنیٚس زخ
اَکھٕ کران شبٕ ستھ رخ
پانس دپیوم سیوٚ دُے پکھ
سیٚزر نہٕ حض یوان راس
ہٲنٛہٕ آس میٚہ نہٕ راہ

خورِ حصے طمع پھۆر

سیٖزر سیٚدبن سادن کھۆر

اَصل بۄزِتھ لوگُھ ژور

کلیو پنُن سبق پۆر

خوانِ منش کران ناس

ہٕہٕ آس میٚہ نہٕ راہ

خوجو ہیٚرِ دۄپ سرٛوجر گۆر

پلہِ ییٚلہِ تِمن تیٚتھے پۄو

غلہٕ دارو اَسہِ رتھاہ چۄو

غریب تِمو نوٚلوی کھیو

تِمن کھہُنڈ گرٛھان پاس

ہٕہٕ آس میٚہ نہٕ راہ

وُچھتہٕ پینیے تالو ٹنگ

ہُتھ منٛز تیتھ منٛز ترآوِکھ زنگ

پرانٮ۪ن چھوکن ییٚی اَنگ

ووٚٹل یاری یٚمن منگ

ژھورُے چھونُے بنکھ باس

ہلٕنہٕ آس میٚیہ نہٕ راہ

پزِٕچ کوٕکر پڑایہِ پیٹھی

اَپہٕ زٕیارٕبن ووٚمُر زاٚسٹھی

تِمو ژٕٹِس ایَر سیٹھ[۲۲]

تیرِ کٕجَس تیمی ڈاسٹھی

تام سوزکھ بن باس

ہلٕنہٕ آس میٚیہ نہٕ راہ

نقلہٕ کٔڑ تپالہِ ژھیٹ

ہۆدِ ہوریو تِمے رٔٹ

زأنی کارو وانیی ؤٹ

پرُن ہُمن نکھس چٕٹ

ڈٕہمہِ چھِنہٕ نیران پاس

ہلہٕ آس میٚہ نہٕ راہ

مِلاوٹُک وباہ ووتھ

سُہ گُس تمہِ نِش پھریکھ پۆت

سأری بران پٕنُن پھۆت

میادن مولیے کوڈکھ کوتھ

سُلے گرِٹھان سورگہٕ واس

ہلہٕ آس میٚہ نہٕ راہ

لوٕکٕڑ چھتان کِیازِ لُکھ

خوجہِ بٕنٕنک طمع چھُکھ

میٚہ تہِ حض باللہ تِہُنٛد ژوکھ

باگہِ یِ نکھ دُکھس سُکھ

سآری بٕنٛز دھنی داس

ہہٕنہٕ آس میٚہ نہٕ راہ

آباد گرن شِکس پھوٚر

چارٕن تہِ کتہِ فکرِ توٚر

کتھِ پٹھ لوٚ دُکھ نکھس نوٚر

ووپر رنزٕو پٕنٕن کھور

نوشن کھران ترٛوشان ساس[۲۳]

ہہٕنہٕ آس میٚہ نہٕ راہ

ظریفؔ گوٗمُت اوَے شُس

دادِ سِوا بیمار چھُس

ایذا خوٗرن پرٛژھان گُس

گراوِ تِمے کران چھُس

وٕندِتھ لُجم پنٕنی ماس

ہٮ۪نہٕ آس مٮ۪یہ نہٕ راہ



# ژینہٕ وٕنی

کتھ بوز گن تھوٕ تھی لگَے
اَچھُر کوٚرُتھ ٲتی ٲتی لگَے
کرٛہنٛس ژٕے ژٲرِتھ چھٲتی لگَے
اَچھُر کوٚرُتھ ٲتی ٲتی لگَے

وٲنٛساہ گٲیی پُتھ گُن وُچھَن
توٕ کرٕی چھُھم بُتھی کرٕی پھوٚن
از چھُکھ ژٕ راتٕچ کتھ دپن
چھا تالوس زانٛہہ ٹنگ پھوٚن
چھُکھ ٲلی پکن پٲتی لگَے
اَچھُر کوٚرُتھ ٲتی ٲتی لگَے

لُکھ وأتی کوّت توّت ما ژٕے ظوون

یتھ زون ترأوِتھ تارکن

ٲتیٚ اُول ییرن تتھ تہِ سَن

منسوومُت چھُکھ روّپھ تہٕ سون

أسی وٕتھی تہٕ تِم ہیوّر کھٔتی لگَے

اَچھُر کوّرُتھ گٔتی گٔتی لگَے

أسی ژأپِ رٕسِمکی ضائبطن

گوّو پھیرِ اَسہِ شتھِن منٛز ستن

بازرِ تہِ چھُنہٕ ووٕنی کانٛہہ پرژن

دیُت شاپھ شِکسن زن لبجن

دوٗد أس میٛنڈٕی کھیٚیے تیٔ لگَے

اَچھُر کوّرُتھ گٔتی گٔتی لگَے

یُس ژھایہِ پٔنٕنے پتھ دوَن

تتھ کر چھَ کُس دَپ تھپ پِون

دَو دورِ انٛدر ٲلِو تھکَن

کوٚت واتہِ کر اَڈ وتہِ پیوٚن

حبسہ ہوشہِ روٗس گۓ مُتی لگَے

اَچھُر کوٚرُتھ گٔتی گٔتی لگَے

پوٚز بوز وٗنی مےٚ بآے کتھ

أسی روٗدی پانے کانٛژ چیٚتھ

وٗریَس اَسی راوان چھُ رٕتھ

شکھ روٗد شوٚنگتھے ما چھَ وٕتھ

بطچین کو کر ٹھوٗل دِتی لگَے

اَچھُر کوٚرُتھ گٔتی لگَے



ینہٕ زاے وُچھان آے
فقط نیاے فقط نیاے
أری ڈٲری کران وہہ واے
فقط نیاے فقط نیاے

گرٕ اوس یا بازر
کارخانہٕ یا دفتر
پرٛتھ جایہِ موکل ژاے
فقط نیاے فقط نیاے

مُوزور وٕڈِر کھٕتۍ

اُرۍ وٕرۍ تہٕ بنے مُتۍ

مندورِ لُہران آے

فقط نیٛاے فقط نیٛاے

سرکاٗرۍ ملازِم

ستھ کار کران تِم

کتھ کر تہٕ منگنَے چاے

فقط نیٛاے فقط نیٛاے

پۆز کھٹنہٕ پھٹان بوس

ونوَے تہٕ ووتھان توس

دونوے کران گگراے

فقط نیٛاے فقط نیٛاے

پھرٕ تھُر تہٕ وُچھن پٔشو
گولرن تہٕ وولُر چٔھو
ٹھوٗلہِ کوکرِ آمٕرٛ پرٛاے
فقط نیٚاے فقط نیٚاے

ونوَے تہٕ ونو کوٗت
کاوس چھِ نِوان پوٗت
دون ژور گنزران آے
فقط نیٚاے فقط نیٚاے

ژٕلی طوطہٕ بولان گٕلی
اختابہٕ گٹو وٕلی
سوٚنٛتس چھِ ہرٕچ ترٛاے
فقط نیٚاے فقط نیٚاے

وَچھ وَچھ چھُ دِوان شار
نۆرس چھُ نبنگلان نار
کیٛاہ آسہِ تھُنٛز راے
فقط نیٛاے فقط نیٛاے

اَزلن یہِ غزل پۆر
بۄزِتھ تہِ لوٚگُم زوٗر
زٕسٹھان چھَ پنٕنی ژھاے
فقط نیٛاے فقط نیٛاے



# گاٹل یار

گاٹل کوتاہ ڈیُوٹھُم یار
پنُنۍ گرٕ گُن سأرِن کھار

عٲلمس ادبس وٕزٕھ پرتیتھ
گونماتو گٔنز پھٹمتٕۍ شار

فرہادسٓ مٔٹھ شیرینیٓ
بالن پیٹھ ییٚلہِ وأتِس پھبار

کتھ کرنس کتہِ واري رٕوٗد
کن دِتھ رٕوٗدِم دوسہٕ دیٖوار

نۆرس ۲۴ نأرچ سوزٕم ڈاٲلی
کُس بُتھ لاٲگتھ کھسہٕ ووٚنی ژٕژار

کتھ چھنہٕ رأچ از اَسہِ روٗو
دِی کُس پگہس وڈِ دستار

لفظس لفظس مانے ڈۅل
قلمس قلمس زیو شہمار

میانس سونتس بُتھ زردیو
چانس ہردس کھوٚت سبزار

یٮ۪لہِ یٮ۪لہِ یارس سمکھُن اوس
تیٚلہِ تیٚلہِ کرفیوٗ گوٚو اِظہار

سوٗرُے کوٚر میٖے چاپنِ ناوٕ
یارز زأنتھ کاوبر نار

کأتیاہ شأعر کتھٕ گرٕ دوس
کانژھا نیران بختاوار

نثرس ، نظمس ، غزلس شوٗب
اَچھرن منگو مس مُشکنٕ دار

شأعر مأہر تِم کم گۓ
ییٚتہِ دستارس پیٹھ بیزار



# انہری غزل

مُشکل ژےٚ کوٚرُتھ زنٛدٕ روزُن میون متیو ہو
یَم نخرٕ وُچھنی بس چھُ جِگر چون متیو ہو

اَن ہوٚر آسُن میون از کل پام ژےٚ کرِ چھےٚ
زنہِ تارٕ ہیتھ ییٚلہِ آسہِ پھیران کون متیو ہو

یرٕ کال أکِس وگنہِ پیتے دِگنہِ ہورُم اوٗش
وُردِس بڈٕس ستی وُوٹ تمہِ ڈبکہٕ لون متیو ہو

روٗتُل چھُ گرٛھان خاب وُچھان لولہٕ مرٛن ستی
دوہہ داوٕ لاگان یاوٕ زنبن فون متیو ہو

ژٕھر تال وُچھِتھ میأنۍ ، یارو زأج گندک تُجٕ
ژاوی نہٕ میٖنزِم یور توٚ کٔنۍ سون متیو ہو

ہوٚل کوٚل تہٕ وچاپہِ ہیوٚ ، مگر آسہِ آسن وول
سُے کامہِ دہوا شوقہ مڑو زون متیو ہو

سائلن تہٕ مائلن ییلہِ یہٕ وُچھان ویف[25] ہسبنڈ[26] چھُس
تمہِ ساتہٕ لگان زوٗنہِ زن چھُم گرٛون متیو ہو

کُن پان راحتِ جان کوتاہ ہارٕمتی دپان
انہٕ ہارٕی دپان ژھوٚر چھُ دُنیا پرٛون متیو ہو



# بیٛون گرس لنگوٗڈ کرس

گوٚ برس ییٚلہِ تیٚلہِ نیٚتھر کرکھ
پتہٕ پہِ وُچھکھ کرکھ دَم
پُزٕ ییٚلہِ وَنکھ دوٗشوٕنی کھرکھ
پہِ کرِ مٔتلِی ہو رٹہِ چَم



گوٚ برس سُلہِ پِنہٕ نیٚتھر کرکھ
پھرٕکھ پانس ییِ کان
قرض ہوٚران ہوٚران ہرَکھ
پھرِ یتھ نوٗش کرِ الگ دان

نادان نوشہِ ہُنڈ بوز وۄہار
پِرژھنی نوشن چھِی تیتھِی خاندار
حبسہٕ روٗس نوشہِ ہٕنڈی تمنا باوے
بیۆن گرٕ بساوے شوبے دار

خاوندس چھَ دپان بوزکھے میون
قندٕ کاٚری بنہِ ہا دُنیا سون
شَر چھُم لیٚجہِ کر چونچہ بہٕ تہِ تراوَے
بیۆن گرٕ بساوے شوبے دار

ساسہٕ تُلہِ گاسہٕ تُلہِ گرٕ پکہٕ ناوے
لالہٕ مول موج مُشراویو
خلوکھ للہٕ وِتھ لول بآ گراوے
بیۆن گرٕ بساوے شوبے دار

وٲروِکی زِھی چھِس باسان کھوٚکھ
ژھرنی کتھن پپٹھ روشان چھکھ
ہنگہٕ منگہٕ کأتیاہ رنگ وبڑھناوے
بیوٚن گرٕ بساوے شوبے دار

خام سوچُک چھِس وایان ساز
بیقلأزی ہُند چھِس پران واعظ
کن تھأوِتھ بوز من رٹژناوے
بیوٚن گرٕ بساوے شوبے دار

دوٗ پنس مأژلس ماجہِ چھُکھ ٹوٗٹھ
نأژلی چھُے ژھنمُت خاندرُک کوٗٹ
بیوٚن نیر ولایتی سوٹ سُوٕناوے
بیوٚن گرٕ بساوے شوبے دار

پانٕہ چھُکھ نیران سُلہ صُبحن
گُدران دوہس کیٛاہ چھُم ونٕہ کس
وہوان ژٔرے تہِ چھِی کوٗت وترِاوے
بیٛون گرٕ بساوے شوبے دار

چھُکھ ہیوان معصوٗم پانس رتھ
گرٕ منٛزٕ کران گُس چھُے سیٛزی کتھ
لڑھِ بہٕ تہِ گُرتھس کولہِ ووڈھ ترٛاوے
بیٛون گرٕ بساوے شوبے دار

موصُم زٕی چھِم أچھٕنی گاش
کاپنھ چھُکھ نرِ زنگہِ کڈِہن واش
ژوپچو کھبے ہم رتہ رأٹھ ہاوے
بیٛون گرٕ بساوے شوبے دار

پوژھ یوان تس ونان یم چھِ اوٕر یور
نوش نچِو نکھس اَسہِ ہورے مانہِ بور
مالہٕ ماسس اتھِ تی ونہٕ ناوے
بیۆن گرٕ بساوے شوبے دار

زچہ نائلی آسنس أٔسم نہٕ تأر
نائلی نے آسہِ ہسم مالیُنک جور
اِدٕ کر طمعہس کومہٕ کرٕ ناوے
بیۆن گرٕ بساوے شوبے دار

شُمس چھکھ گوٗمت زرد چھُے رُوے
اِڈٕ لیۆک گوہم پرٛژھنہِ کُس اُوے
بٕڈس ڈاکٹرس اتھِ نبض وُچھناوے
بیۆن گرٕ بساوے شوبے دار

صُبحس آم لیٹ[۲۷] بیڈس پپٹھ تھاوے

تمہِ پتہٕ بٹر ٹوسٹ[۲۸] کھیٚاوتھ کیٛاہ

ژورِ بجہ ٹوسٹن جام[۲۹] لاگہٕ ناوے

بیوٚن گرٕ بساوے شوبے دار

ژٕ چھےٚ خاٲلی چھُم گرژھان ژَس

وُڑٕ نوٚن کلہٕ چھُے عزت دارس

قراقُل ٹوٗپی، تھٔز گر منگہٕ ناوے

بیوٚن گرٕ بساوے شوبے دار

آتھوارِ یار دوست سالہٕ انناوتھ

تِمنی ستی لنچ کھیٚاوتھ کیٛاہ

ستہِ سنہِ بتہٕ ہن بروٗنٹھ کنہِ تھاوے

بیوٚن گرٕ بساوے شوبے دار

رنگہٕ بنگلس کِتی دیٚار سوٚمبراوے
نوِ بستی منٛز کڈٕ ہو واش
انگریزی لابی رنگہٕ شوٗبہٕ ناوے
بیوٚن گرٕ بساوے شوبے دار

چھلن پھرِ باپتھ پلو چھُنہٕ بیٚاکھ
زچہ چھُکھ لاگان حبسہ ما آکھ
بیوٚن نیر برٕی برٕی سوٹ کیس تھاوے
بیوٚن گرٕ بساوے شوبے دار

وٕنی وٕنی ونہٕ کوٗت چھُکھٕ بوزان
بأے چھِی گگرس بیٚأری زاگان
ژھوٚر چھون کڈٕ نے راتھ کیٚت ہاوے
بیوٚن گرٕ بساوے شوبے دار

ہول چھُم خلوق لاگے شوٗب
ژبٕ کُن وُچھتھے بیٚیس ژلہِ لوٗب
دُول متہٕ دِتہِ ہول جِگرُک ہاوے
بیوٚن گرٕ بساوے شوبے دار

رہتہٕ کالہِ تھاوے ہرٕدِچ کل
فِکر غم ترٲوِتھ چھاوٕ ہو ڈل
بوٚڈ چلہٕ اژوُن ہار مُشراوے
بیوٚن گرٕ بساوے شوبے دار

شُہ ؤرِش کوٗر وآژ کیٛاہ چھُم لتس
نیٚچو چھا بُڈی تن کونہٕ چھُے حبس
دَس تُلی تُلی لتس وَس گرناوے
بیوٚن گرٕ بساوے شوبے دار

دوستس اوسُے ییٚلہِ ییٚنہِ وول
دۄپ ہے واتہِ کیٚاہ دِس کنہٕ ڈول
گٕس کیٚاہ شوٗبہِ دِیُن ورتاو ہاوے
بیٚون گرِ بساوے شوبے دار

ؤنی ؤنی ژٔے ونان کاڈی پیٚیم ؤسی
سُلہِ یم بیٚون دراے تم بنیاے ہٕسی
کتھ ونان دُنیا بساوُن ہاوے
بیٚون گرِ بساوے شوبے دار

اورِ یور ؤنی چھس کران رام
سوچہ رۄس آدم پۄختہٕ ما خام
بلہِ کتہِ گلہِ ہشدِ یتھ ورِتاوے
بیٚون گرِ بساوے شوبے دار

یِ وٕنتھ چھس کڈان بیٚون وارِ بوز
پتہٕ کیٛاہ کوٚرنس دِتنۍ نوز نوز
عقلہِ روٗس یار لوگ شکلہِ ہٕنٛدِ داوے
بیٚون گرِ بساوے شوبے دار

بیٚون تیٚلہِ نیرِ ہا ٹبرہ منٛزہ یار
دونوے بأژ گرٕھی زانٔی کار
دوٕد بدنن نتہٕ چھُکھ لگان تاوے
بیٚون گرِ بساوے شوبے دار

بیٚون روٗدی کینٛژس کالس خوش
ہشہِ ماجہ مقابلہٕ کرنہِ لٔج نوش
شب و روز پھاٹون واد لاگہٕ ناوے
بیٚون گرِ بساوے شوبے دار

# دوٕیم لُنٛڈ

بیٖون گرِ کرنچ گوڑ کر زان
اِد پزِ نیرُن دَر مأدان
لۆگ نتہٕ جوگ اِد پۆت پھیران
نادان نوشہِ کورِ چھَنہٕ وٕیاپان

بیٖون نیرُن چھَنہٕ کأنٛسے پام
پوٚختہٕ چھَنہٕ آسان نیران خام
جنگہٕ جنگ لاگان منٛگہٕ ژاپان
نادان نوشہِ کورِ چھَنہٕ وٕیاپان

بیٚون ییلہِ یار دڑاو آچھُر اوس
ونہِ نُے توٚگُس نہٕ کیٛاہ گُدریوس
رادٕ ژھوٹ یار گوٚو ہوٗنزٕ زیٹھان
نادان نوٗشہِ کورِ چھَنہٕ ویٛاپان

زنہِ چھُکھ دوٗپُمت ہٕجَ لرِ کأنی
باسان تہِ کاتھہ موج ببہِ سأنی
ہٕج ترِژھ دچھ رأنٹھ سیٛز باسان
نادان نوٗشہِ کورِ چھَنہٕ ویٛاپان

گٕڈ دوٗپ یارس کن تھاوتم
مول موج ببہِ بأے گأم برہم
کھلہِ منٛزٕ کوٚڈنس گبہِ لِتھٕ وان
نادان نوٗشہِ کورِ چھَنہٕ ویٛاپان

پۆر اپُز گُرتھ پی زینتھ آس
تہِ بۆرُن دانس کرنس ناس
دان ؤچھتھے چھس پۆندٕ ترٛاوان
نادان نوشہِ کورِ چھنہٕ ویٛاپان

کالُک صبجس رۆچھنَم کر
وۄنمس لأجنم صبح و شام ہَر
بور سأری سأری چھَم کھور والان
نادان نوشہِ کورِ چھنہٕ ویٛاپان

سرٕ پأٹھی دۄپمس پوشہ ناو وَے
دۄپنم شکسچ نظرا چھَے
پَے چھۄیہ دَے چھے وے سوزان
نادان نوشہِ کورِ چھنہٕ ویٛاپان

دانس لاگان تیوٗتاہ زیٚن
زن چھُس کٹھ بُزِتھ آسان کھوٚن
لرِ لرِ آسان ہَرِ زالان
نادان نوشہِ کورِ چھَنہٕ ویٚا پان

بیون نیرُن چھُنہٕ غلط الزام
کن تھوِ نوشہِ ہٕنز ہش بٕیہِ زام
پتہٕ وتھ آمُت یِی سپدان
نادان نوشہِ کورِ چھَنہٕ ویٚا پان

یَس نوشہِ کورِ آسہِ حبسہٕ ہن جان
سو بناوِ گرٕ ہن پوشہ گُلدان
خوش حال گرٕ دِل شِل مشکان
نادان نوشہِ کورِ چھَنہٕ ویٚا پان

نوش ییٚلہِ ہش بنہٕ کرِ تی یاد
کتھ پٹھ سو کران آسی فٔری یاد
رٔژ ہشہِ نوشہِ ستۍ رُت ورتان
نادان نوشہِ کورِ چھَنہٕ وٚیاپان

کأشر ہش موج زام دبد پرأنی
لل دبدِ حبہٕ خوتوٗنہٕ تام زأنی
نوش تی ہش بٔنتھ نکھہٕ والان
نادان نوشہِ کورِ چھَنہٕ وٚیاپان

ہش موج نوشہِ کورِ ییٚلہِ بنہٕ وٚس
تأبیادآری سو کران چھَس
دانا یمہٕ کتھہٕ سُلہِ سمجھان
نادان نوشہِ کورِ چھَنہٕ وٚیاپان

# غزل

کتھ بوز مبٕ گُن وارِ تھوکھ دیان ہسا ہے
وُل آوِلہِ نیوٗ وقتہٕ کیوٚ اِنسان ہسا ہے

پتھ کالہِ اگر ساڑِ شِہج زندگیا آسی
اَز کالہِ آدم زاد گوٚو حأران ہسا ہے

دوہ کینٛہہ چھِ کڈٕنی کتھ چھُ پھسُن زیادٕ دولابن
پھوکھ نیرِ زأنیو سأرسے گو فان ہسا ہے

بُلبُل بُنِتھ گوٚ لولہٕ ہُری اَز شوقہ تھرٛن پیٹھ
مُشکاو چمن یُتھ اَسن گُلدان ہسا ہے

لَٹی لانج سکھ گوٚ براونَے لوتہِ بارِ تُلکھ دَو
پچھتاوِ ییٚلہِ وق راوٕرِ نادان ہسا ہے

گوٚبرُوو یُس کُل زیٛادٕ موٚن تتھی چھُ اَژان خم
ژوٗر موٕ چھُ کُلِس مؤلسی اُلران ہسا ہے

پرٛانیو چھَ دٕپمژٕ میٹھی کتھا زیٛوٚٹھ سہ گوٚ کریوٚٹھ
اتھ زیٛچھرِس پھُنہٕ کُنہِ تہِ انٛدٕ واتان ہسا ہے

دوٗپ دانہ ہو پرٛتھ چیز گرژھن زیادٕ گو نہٕ جان
موخصر یُسے آسان سُے شاہلہٕ ہسا ہے

کم آسہِ یوان آمدن لیس خرچہ گرشھان ژۆر
صائبر تہِ ژٹان جامہ سکھ وولان ھسا ہے

یہِ چھَ چائٕنی کتھ یہِ چھَ میأنی کتھ کنوان ھسا ہے
وُل آوِلہٕ نیٚو وقتہٕ کۆ اِنسان ھسا ہے



# غزل

پتھ کالہِ یہِ ویوژ اوس تہِ موکلوو پنُن آے
یمُسنٛد تہِ تمُسنٛد اوس تہِ خرچوو پنُن آے

فرفیزٕ کران اَسی بہتھ لۄگ نہٕ قرارے
کانٛہہ اوس اگر وُدنہِ سُہ بیٚہنوو پنُن آے

سبزار ، سُہ وِرِوار ، سُہ بیٹھاکھ پری کتھ
شٔینس تہِ تۄنگل ہوو سُہ ووزلوو پنُن آے

سنیاسی مژر تروو ، وٚتھن ماچھ لۄگس تیٚتھ
تِم ہارِ چُری گیش تام تہِ مٔشروو پنُن آے

آتشن تہِ لاشن ڈیرٕ گمتی خوٗن گومُت دِل
گُل پوش باغن بنگہٕ اَسہِ ووپدآو پنُن آے

اَسی کیٛاسہ ونو کانٛسہِ زُون کوٗت چھُ آسان
گر وول گری روٗ و تہٕ منسوو پنُن آے

# غزل

رُت حال کۆ رمُت کیٲزِ چھُتھ بدحال ہسا ہے
تعلیم پرٕتھ خامہ خاہ پامال ہسا ہے

مطلب چھُ بدل پَرنۂ لیٚکھنُک گاش ہاوی وتھ
کر کار کسب ناو لگی بال ہسا ہے

سیٚود ساد نوکر پیش گرٕھان وقتۂ اُورٕ زمان
سۆت چاے سِوتھ ہاکھ بٹس دال ہسا ہے

دۆپ دانھو یہِ چھَ چاکری پس از چھِ گدٲیی
کم شیر صفت زیر گرٕھان شال ہسا ہے

ہتھ پونشہ رتس خرچہ آسان آمدن جورا
منز بازرس زن لتس چھِ وسان کھال ہسا ہے

آباد وچھہن محنتی یَس آسہِ کسب کار
اِد آسہِ ڈٲسِل ، چھان ، ووُر ، کرٲل ہسا ہے

ٲسۍ نوکری پتہٕ پتہٕ ژٕ دوران گوکھ اُور اتیجۍ۳۰

وق ضایہِ گٔرتھ راوٕرتھ رٔژ چال ہسا ہے

اَز تام پھٕلی پاد انٹرویو تہِ دِتھ کِتی

وۄنۍ ژٕ ہیچھُتھ کونہٕ آسِتھ شال ہسا ہے

تعلیم پرِٕتھ ہیٚچھ زِ کسب کار ییِ وتھ

یہِ نہٕ علمہٕ ورآے روزِ ہم سوچھِ گال ہسا ہے

اَز تام یہِ گوٚو ، گوٚو تہِ پتھ کُن تراو کھالت

چھُے وق ژٕ لایان ناد کرُس سال ہسا ہے

مژھِ زورِ رِزق زہنہٕ وُن خوش حال دما دَم

سُے منزلہٕ موٚت وُچھنس چھُ پرٛاٹان بال ہسا ہے



# وَنے کیٛاہ

ونہٕ ہے تہٕ وُنن شوٗبہِ کمہِ عنوانہٕ وَنے کیٛاہ
"رہتہٕ کالہِ مٹھِم ونہٕ کی سامانہٕ وَنے کیٛاہ"

گُدرُن بنُن ونہٕ ہے تہٕ دِکھ ماطعنہٕ ونے کیٛاہ
"رہتہٕ کالہِ مٹھِم ونہٕ کی سامانہٕ وَنے کیٛاہ"

جنت چھِ کٔشیر بے نظیر پوٚز ساکہٕ متیوٚ دوٗپ
رہتہٕ کالہِ یِمو ڈل ڈٔہس کھیے کھانہٕ ونَے کیٛاہ

شب روز جوٗ کھُم کوت جوٗنگُم کیٛاہ میٚہ حاصل آم
اثبار کٔرتھ تھوو نہٕ وندٕن دانہٕ وٕنے کیٛاہ

ژھوٹہِ رادٕ آسی آمدن پوٚز خرچہ پنا زیوٚٹھ
بٔری بٔری تہِ روزن توتہِ ژھٔری بانہٕ ونے کیٛاہ

نَیلان آدم زاد أزیُک زاوی جارن وول
سورُے گوٚژھس آسُن وسُن اسمانہٕ ونے کیٛا



# متفرقات

رَنُن موٚٹ ماز کوکرا اَژن تہٕ ژامن
یژی بس عید زاٗنی کاٗشرٕ عوامن
یسہ ڈامن ماٗرۍ ہوسَن تراٗوی ژاٗپتھِ
یوان اَسہِ سوچنَے ذہنس چھَ زامن

ونان تیٚمۍ طوطہ، زبو، کلہٕ راٗو کاٗشرۍ
پننۍ بنیاد خود الہٕ راٗو کاٗشرۍ
یِہیے پرٛزنتھ، تمدُن، رٕژ رِوایتھ
وُزم پاٗرِم بُنتھ پھرکاو کاٗشرۍ

ونان یَم وَچھ دَگان ''تیلہِ راوِ کاشُر''
پنٛژ زیٚو یانہٕ ییلہِ ننٛگلاوِ کاشُر
وَنن وأ لی گمتۍ کاشُر کرتھ بھول
ہوکھے وَن کیٛاہ بیٚیس ڈررراوِ کاشُر

سُہ ما گوٚو پوٚختہٕ پوٚز بوز خام سپدیو
ضحاکس ئلۍ دیپھم سام سپدیو
حیاءتکۍ وعظ پرٕی پرٕی مورِدٕ دِل وژاو
پھورُس پتہٕ وُہمہ پژونے رام سپدیو

غزل پرٕ ہاتہٕ دِکھ ما داد ساقی
فطارتھ بس انان چھے ساد ساقی
ستِٹے آڈر[۳۱] چھُ آمُت گلٹہٕ جارس
لوٚگُم کھ ووٚنی بناوس کھاد ساقی

# متفرقات

رَنُن مۆٹ ماز کوکرا أٹز تہِ ژامن
یژی بس عید زأنی کأشری عوامن
ییڈامن مأری ہوسَن ترأوی ژأپتھ
یوان اَسہِ سوچنَے ذہنس چھَ زامن

ونان تیمیٚ طوطہ ، زیو ، کلہٕ رأو کأشری
پننۍ بنیاد خود الہٕ رأو کأشری
یِہنٛدِ پرٛزنتھ ، تمدُن ، رٕژ رِوایتھ
وُزم پأرِم بُنتھ پھرکاو کأشری

ونان یم وَچھ دِگان ''تیٚلہِ راوِ کأشُر''
پنٕنۍ زیٚو پانہٕ ییلہِ نٔنٛگلاوِ کأشُر
وَنن وآلی گٔمتۍ کأشُر کٔرتھ بھول
ہوکھے وَن کیٛاہ بیٚیس ڈٔرراوِ کأشُر

سُہ ما گوٚو پوٚختہٕ پوٚز بوز خام سپدیو
ضحاکس ٲلۍ دیپیوتھم سام سپدیو
حیاتکۍ وعظ پٔرۍ پٔرۍ مورِدٕ دِل دژاو
پھورُس پتہٕ ڈُہمہ پرٛونے رام سپدیو

غزل پرٕ ہاتہٕ دِکھ ما داد ساقی
فطارتھ بس انان چھےٚ ساد ساقی
سِتے آڈر[۳۱] چھُ آمُت گاٹہٕ جارس
لوٚگم کتھ ووٚنۍ بناوس کھاد ساقی

پڑی نے دِل مگر زبو تھاو سرکأری
مُلازِم أستھے چھُکھ بن تہٕ باپأری
رٔلِتھ روز وقتہٕ کٕبن بختاورن ستی
ترٔقی ژۍے دِنے متہٕ أسی تن وأری

مَہ تُل تفریقہٕ گرٕژھ پانس دِ معأفی
پزی چبن قہوٕ ٹوٚٹھ ہرگز نہٕ کأفی
وُچاپوٚ وَچھ مٹھأرتھ تھوو وقتس
ژۍے دۄپھے بختہٕ بۄڈ مسٹر صحافی

وُچھان انگریز کأشُر وُنہِ چھِ ووکھلی
نقل گٔری گٔری بنیوو کأشُر تہِ نقلی
فقط گنزران چھُ سٔنۍ گٔرٕ ترأوی وازَن
کوکر زینان ڈوٚڈ ہتھ پوٚنسہِ ثقلی

ویِف ہبتھ[۳۲] ییٚلہِ تہٕ زانٛہہ نیرکھ ژٕ چکرس
نکاح کاکُد تھوٗن گرٛدھِ ستؠ بغلس
شکس پپٹھ پُلسہِ ینہٕ تھپھ دِتھ نیٖ زانٛہہ
وبا ٹُل عشقہٕ ژٲرو اعتبارس

دپان ٲگر ژٲر سوٗنرو سوٗن لدُکھ جیلؠ
مداریو ہاٲو ییٚتہِ ہر وقتہٕ یڑٕھ کھیل
اتھن شیہلُن یمن گٲج کار گٲری گٲری
تِمن کٲمی پرٛژھ نشی ڈرگ[۳۳] یم کرن سیل[۳۴]

مژر تمہِ شہرٕ ہیٚنز گٲے کٲم پزٕرس
ییٚتھن وندِ پان پھرٕبس دَچھ رأٛٹھ ہجرس
گنڈِتھ ڈورِبو بدل اجداہ مدارین
کڈٕنی زِبو نارٕ پزِ ہیٚنی کٲم کجرس

بہٕ چھُس کأشُر تہٕ کر زانٛہہ زون کأشرِ
پنُن آسُن گنٛزرمُت ، چون کأشرِ
دوٕہے پھٔرمٕژ چھَ پنہٕ نی نابہ کأرِ
نٔوِس ووزمِس کٔنِتھ نیوٗ پرٛون کأشرِ

پرِٕتھ تعلیم بنی کتہٕ نوکری از
مہ راوٕر وق ژٕ چالو کامہِ کُن سرٕ
کتھن نِکھ دِیار لأگِتھ چھے نہٕ لاگنٕ
زمینگ دژال ، مٔنزِم یور بن حض

تگُن زانُن مُشر پیوٗمُت ووٕتھگھ تھۆد
ژٕ چاربن وقتہٕ کٔبن ستِبن مِلو پۆد
کھورو تلہٕ ناگ یِیمہِ صحراوٕ نیرِ
بجا تِم عقلِ ہۆل گٔنڈِتھ یِیو وۆد

خدا صأبا یہِ أسی چأنۍ مہربأنی
سپدی أسی خفتہٕ بیدار ناگہأنی
مقابلہٕ غأصبس أسی اکھ بٔنتھ دڑاے
ہیٚرٛن نظرن ووٗنی یِن بیٚیہِ ژھاے پڑأنی

بہِ چھُس ہُتھ یُتھ ونان چھے پانہٕ کأشُر
کٔھٹن چھُنہٕ رُت تہٕ کٕج اکھ دانہٕ کأشُر
سہل چھُنہٕ پانہٕ پٔننی عیب گٔنزرٕنی
وٕنن ووٗلے چھُ تمہِ تھدِ شانہٕ کأشُر

ژٕ چھُکھ گاٹل تگن گوٚر کتھ للکھ وَن
کٔنیا کرِیلا گنا توٚملس انٛدر زن
یوٚپسی مٔنز ناگ ژھانڈنی بٔڈ حماقتھ
متٕین ستٕین مٔرر ورتاو موت بن

لوکچار پئن یاد چھُم پیوان
ژٕلیش یۆد لگہِ ہے کھیمہ آسی ییٚخ
از چھُنہٕ وندس ژٕلیش اَسہِ بٹان
لشی دِژ جنگلن یارٕبن ٹٕخ

ڈلن ، نالن تہٕ وٕتھِ گیہِ آبہٕ کامن
اُوروزمان شینہٕ مالیُن ژٕلیشہ دامن
جنگلی ژوٗرن ڈٕکھِس حاکم تہٕ افسر
پگاہ وُچھتو سیکہل گرٕھِ بوستانن

بُزرگن ہُنڈ یہِ اوسُم چھُس تہِ لُہران
تھیکن لایق پئن کینہہ چھِم نہٕ جوران
جنگل موکلاوی ادِ ودِنۓ چھُ اتھ کیاہ
بُمن پئنن تہِ ماپٕزی تمہِ چھِ کوٗران

قومن ییٚلہِ چھُ زوال یِوان
ساریٔ کران اکُے کار
دانٛبس زن چھِ ہالو پیوان
شیٚیے ترکھ لونان ووان کھار

اگر چھُکھ ناتوان تیٚلہِ لیڈری کر
خوارِق ، قصہ افسانے زبانیٔ در
مُشیدن مجلسن ہُنٛد زیوٗٹھ بُتھ روز
پیٚنے لگُھ ڈالہِ ہِتھ بیٚیہِ دِنیٚ نقد زَر

اُسُن اسہٕ ناوٕنکی گون یَس چھِ آسان
سُہ چھُنہٕ دگ دود اَسِتھ کانٛسہ باوان
کران یُس خوش غمن منٛز دِل بٔیین ہٕنٛدی
خدا صابٕ تس چھُ ہر رنگہٕ راضی روزان

ہُہ کیاہ یہِ کیاہ وُنن کھٹکھ
رٹکھ ژھوٹس عوض مونگ
سوچُک سمجُک دفتر وٹکھ
سیکلِ شاٹھن بووی کونگ

بُجر زانُن چھُ پۆز مانن نہٕ ہرگز
ئوبن ستی نۆو بنُن پرانُن نہٕ ہرگز
وقت خواجے خضرؑ زانِتھ چھُ ژینُن
وندس ژھٹھ لازمے ہانُن نہٕ ہرگز

سگریٹ دٕہس کیازِ چھُکھ کھوژان
خبر حض کرِ ما مرض غائب
صحتس کیُت ہے مُضر آسہِ ہے
تیلہِ ما چِھیہ ہن ڈاکٹر صائب

یڑھکھ یۆد بۆڈ بُنن چھے نُسخہ موخصر

جنگل ژٹھ کامہِ کرنے لوٹ دفتر

رٹن ووئے ژۍ ہاوِی وتھ ژٕ کیٛا کر

شریک کارس تھون حائکم تۍ افسر

اَسہِ دۆپ پننو دۆر چھُ دُنیا

بختاوارو موخصر زون

انڈ وند زگتس آلو سوزکھ

موچھِ منز دیُت ہم موبایِل فون

خدا صائبس دپیوم بندن

اندن کونہٕ چھِ سائنی نیٛاے

دۆپنم ہُمہٕ یمہٕ موچھِ چھےٚ چندن

پھٕتی کوکربن چھنہٕ تڑاوان پراے

کأشرِس کأشُر کرُن پرُن
منٛد چھ وُپھِم گرٛھان چھَس
دوہے توٚگس پانس پھرُن
ژٕڑتھ دِژن بیٚپیس نَس

رٹان ییٚلہِ رشوٕ خارس رشوٕ دفتر
کران ریڈیو تہٕ ٹی وی سخ چھُ چَر چَر
رٹان پٔژراہ تہٕ ہتھ یُس سُے چھُ مجرم
لچھن ڈز مارِ یُس تس وق چھُ یاور

خدا صأبا یہِ کیٛاہ سِرا
پرنہٕ وِزِ چھَم یوان ژاس
گریجویٹ بنٛنگ سخ چھُم طمعا
پتھ گوٚو ایگزام سُہ دِیِ ماس

خدا صأبا سَخ چھُم طمعا
کُل کٲشیرِ منٛز تھوٕ ہا نام
لێکھُن پرُن کتہِ چھُم تگان
تہِ کرِ میٲنہِ بدل مام

سلاما بوز حض وولہٕ یور گُن بێہہ
بنیوکھ حاکم مے کوتاہ چون چھُم سرٛ ێہہ
خبر اَسِم ژٕ روزکھ ومرِ ووستے
الیکشن ئلی لۆڈوتھ ووٚنی پیوٕکھ حض پیہ

خوجو لۆب آسہِ نے یۆد لاس دُنیا
نہٕ آسن واٲلی دۆپ بکواس دُنیا
یِمِس یِی باگہِ آمُت تٕمی سو شێچھ وٕنی
چِلم شودِس تہِ زاٲرِس تاس دُنیا

نیتھر یۆدوے سُلی کۆرُم

اِد کێاہ ونَے پٔرِم واکھ

یاداش رآوِتھ برداش لۆبُم

یِژھ کتھ زانن نیتھرٕ گراکھ

بروٚنٛٹھ یارس یارِ سُنٛد پٔژی پأٹھی آسان اوس سرٛ یہہ ترٛیشہِ ہوٚت وُچھس دپان اوُسس ژٕمیونُے خوٗن چێیہ از گرٛژھکھ یوٚت دێار رہتھ تتہِ یار کرنَے گژھ ژوپأری اَز چھَ یارز دام چاوُن بێیہِ دِیکھ یَس چاپنھ کھێیہ

یێلہِ خدا پتھ کالہِ سوزان کأنٛسہِ اوس دولت تہٕ مال اکھ بناوان اوس عبادت گاہ تہٕ پالان بێیہِ کنگال دێارٕ وول از جی کران کاشی گرٛژھان پاپن چھلان تورٕ یِتھ تس کأم گوڑنچ یوٚڈ بناوان فلہِ ہال

کرٕبکہٕ تے دِمو بے بوج ہسا
نسا تتھ گُس تھوی گَن
لسکھ پکلکھ رَسا مَسا
متتبن ٕستبن موٚتُے بن

مژر ییٚمہِ شہرٕ ہیٚنز گیہِ کأم سیٚزرس
پیٖمژ ہتھکٕری چھَ ییتہِ کرتام پزرس
مرازسؔ مژ کپَس کھیٚمژ چھَ ووٹن
ژٕٹکھ کمرازَکس دوٗنس گٕرشھتھ نس

گٔرشھی یوٚد بنگلہٕ موٹر کار آسِنز
چھِ أسَس رأچھ ترِژھ گٔرژھ گوٗژھ باسِنز
کرُن پزتھ پارٹی صدرس گوڈے سال
یہے وتھ بس چھَ بخشس ژھاے کاسِنز

قسم ٲرٕی تھٕے کذابن ٲکی کھٚییم گاو
تٔمِس کوٗٹھس ونے کیٚاہ پیٚوٗ کڈُر واو
دِژِم تن درمٕسے قسمس ٲرِم پرٛژھ
موٚنڈٕبن برِتس مےٚ کیٚا حض فأیدا آو

چھیلِنٕز وۄٚنی گوٚری ییٚلہِ گُن آرمن پچھ
پُچو تھٔوی پاوِ اَڈ پاوِ موچہ بٚییہِ سوچھ
کھوٕان ژُوچھوٕ دوٕہے کاندُر چھُ ژوچوٗر
پرٛژھکھ گُس بوزِ گُس پنٕنُے یزتھ رَچھ

کتھ چھکھ وُچھان کوٗر چھا نٚچو
کاشہہ چھُنہٕ کأنسے کران سوٚچھ
منگی منگو نٚچو دژاو ہے ہچو
پتہٕ چھُے مُدتس ژیٹُن وَچھ

اقبال بند ہے کورِ بچہٕ نیری
گامس گرس لگِی تار
ہۆچھن کولن آب وُچھ پھیری
بد بختی کرِ لۆٹھ ہٕتھ لار

یُس کرِ توکل ہر رنگہٕ ربس
تس پھۆلہِ گٹن کوری نۄر
نیچو أکی ہیۆت مِتِس بٕبس
سُہ تہِ دژاس موتے ووتھُس گیۄر

بس دَب لۆگ ٹبرٕ موحتاج آپس
شُہل کر چھُو دوہے لگِو گریشمہٕ تاپس
کھلِس پوہلوی چھُ پُشران رامہٕ ہونین
یہِ کتھ بوزنی تجٕیا عینس تہٕ گافس

ڈبل فاروق دوسن بوڈن یمو کھائلی
تِمن کُس پَر پتُن وقتس کھیٚکھ دژائلی
یتھے پٹریو تۂ چوکو پیٹھ تُلکھی تھوٚد
تِمو تِم بورڈ پانے راتھ کٔیت وائلی

مُشیدن شور و شر دَم پھُٹ چھُ اِنسان
بٔیین تکلیف دیُن چھا حکمِ یزدان
منگان اَسلاف سائنی اَسی لوٚت خدایس
خدا صأب اوس تہُندُ ے لوٚت تہِ بوزان

دِوان دُنیا یِمس سُے پاو چیٚتن
یِمس نے دِیی سُہ رِزقی ساس پٔری تن
خبر دُنیا دِوان کیٚاہ کیٚاہ وُچھتھ چھُس
تِمس کیٚاہ مُشدِ مِزکاہہ فاقہٕ مرٔی تن

کتھاہ اکھ باوتم ییٚلہِ پرٛژھ مےٚ بخشس

ہُہ زیرک وُچھ لگان چھِس فاقہٕ وقتس

دۆپُم تٔمۍ دَپ أمِس زانُن تگُن ژاو

چھِ فوطس گراکھ مازِ ی گُس ژےٚ موختس

زُووَکھ ، آنند کرکھ آسی وصالتھ

شرافتھ شرمہِ گٔژھ ہیٚچھ رزالتھ

حقس حقدار سپدِتھ جھٹکہٕ کرنَے

رسَز تامتھ چھِ ییٚتہِ پھٔرمژ سیاستھ

سمُت کرنہِ ییٚلہِ أسی سمان

دپان گوڑ گۆو کرُن چندٕ

رقم سۆمبرِتھ ژاساہ کران

کرِنَے کامہِ کتہِ واتن اند

ژُوکھٕ ژُوکھٕ ژھلاہ کۆژُکھ
وُدُن سُہ گۆژھ ہِمُس کھوٚکھ
تمِی یبڑس ژلِتھ بۆرکھ
ژٕ وتم سَہ ژٕ گُس گوکھ

ٹاپیٹ لاگُن گناہ چھُو پۆر پرن وأنلی
ہلم دأرِتھ یہِ رٔٹ شیطانٕہ سٕنز ڈأنلی
چھِ کھٔلران پراژٕ یم اَسہِ توبہ ڈٕپی ڈٕپی
ژِہنڈی گرٕ سارٕنی بروٚنہہ فیشنو زأنلی

روٗسن یِیلہِ سوٗز راکٹ ہیوٚر
دُنیا والین کوٗسُن ٹھوٚر
ژِم کھٔتی ہیوٚر ہیوٚر أسی وٕتھی بوٚن
تمہِ تٲرٕ اَسہِ آنچار بوٚر

بہَن قُلیَن تڑوواہ ییٚلہِ میٹھ آسن
ہُنر منٛد زائنی کارا کر تہِ باسن
زمانس زانڈ انۍ وند کالہِ اۄبرِچ
خلعت وولُمت چھُ وقتن ناسہٕ تڑاسن

بروٚنٛٹھ اَسی لاگان کھُلہٕ ڈُلہٕ زٕٹ
دستارن اَسی تھاوان لٔٹ
اَز نر مادان لأرِتھ گٔیہِ
پھیپھرو رۄستے مہلام پٔٹ

دروِگس کپرس پلو ییٚمی سُووی تِمی ہور
أزکی فاشن پگاہ سپدان در گور
کھوان رژھ چھِ کوٗٹھس سپدِ کوٗٹی
زنگن جلدی سجاون یاوِ بم نۄر

زوٗنُم یِی توٚہہِ عرضا کرٕ
ونہٕ نَے گرٛھسِم وائٕنجہِ دتھ
پرَن پلزِتھ چھوٚن گوٚو گرٕ
پانس لاَیی اَسہِ پانے لتھ

تیِلس فللہٕ تہٕ نابد نوٚنس
رَل گوٚو خوٚنس موٗکُر آب
وٹے کوٚرُکھ سوادس دوٚنس
تاَپیر کیاہ دِن دوہلی خاب

داجس بیچھتھ طماہ روچھت
پانس دوپُتھ مےٚ کیٛتھ توٚگ
محنت کرِتھ کھین ما ہیچتھ
نکاح درو گیوو زنا سروٚگ

تموک چینٛگ فائِد تہٕ بوزِو
زاٴنٛہی اَژوٗنہٕ روتلہِ ژوٚر
ژاسہِ ستیٚ راتس ہُشار روٗزِو
تھوتھ گرٛٹھہِ ژورس ووتھبس گیوٚر

وق گوٚو خراب کربکہٕ چھُکھ دِوان
بیٚین پران ہوکھُے واعظ
فاقن تھچھ دِتھ میوٚنڈ چھُکھ نِوان
نیوٚلُے کھوٚان اِنسان ماز

خوجو کوٚڈ لورِ دِی دِی جِن حجابُک
کنٛگالو زوم روٗچھ پھبرٕنُک قرابُک
ہو کوٚر آزاد دیٛارو پرٕدِ ٹُلنس
یہِ پٕرِتھ درٕ وُنہِ تہٕ بُرقُک بیٚیہِ قصابُک



# کیٛشہہ انگریزی لفظیم کاشرٲوی مٔتی چھ

1. Mystery
2. Heli copter
3. Journalist
4. Chapri(M.Y.Chapri House boat owner)
5. Lal Ded Hospital
6. Sex Scandal
7. Poetry of Sheikh-ul-Alam(RA)
8. Certificate
9. Acting
10. (Mom)-(Maam)(Maternal Uncle)
11. Sistery-ry
12. Raid
13. Dad (one and a half)
14. Nut
15. Loose
16. Platoon
17. Credit/ Loan
18. Psychology
19. Zoology
20. Theft-tology
21. Tutor
22. Air Seat
23. Mother in Law
24. نٔندریشۍ
25. Wife
26. Husband
27. Omlete
28. Butter Toast
29. Jam
30. Over age
31. Stay order
32. Wife
33. Drug
34. Sale

# TARAN GARI

(Kashmiri Poetry .... )

By: Zareef Ahmad Zareef



## مصنفۍ سنٛز زیرِ ترتیب باقے کتابہٕ

ڈٕسی وچھ: سنجیدہ نظمہٕ، غزلہٕ، ٹٕکھ، ژاکھ بیترِ۔

شاہپاۤز: اَسراۤرٕ بزرگن تہٕ شاۤعرن ہنٛز زندگی، نیز موخصر زان تہٕ کلامٕچ ووکھنَے۔

حاۤرٹاتھ: اخبارن تہٕ رِسالن اندر شایع سپدٕمٕتی کینٛہہ سیاۤسی، تاۤریخی، سماۤجی، روحاۤنی، فکری، ادبی تہٕ رِوایتی حالات

ووستہٕ کار: کاۤشرِ بن اتھٕ کامین ہُنٛد آگُر تہٕ عروج، نثر (تحقیق)

آوازِ واۤژی نو: حمد، نعت، مناجات، منقبت تہٕ حسنیالتسؓ پیٹھ منظوم کلامٕچ سوٚمبرن۔

## شایع سپدیمٕژ کتابہٕ

خبرٕ تو گمہٕ وُنٕ

تارن گری